# پیشِ لفظ



" وِتستا " کو وادیٔ کشمیر کی زندگی اور تواریخ میں وہی مرتبہ حاصل ہے جو رودِ نیل کو مصر اور دریائے گنگا کو بھارت کی زندگی میں حاصل ہے۔ اسی خوبصورت ندی کے بہاؤ کے ساتھ کشمیر کی شادابی اور خوشحالی کا دامن وابستہ ہے اور اسی کے خرام کے ساتھ ہماری مالامال تواریخ کی رعنائی پیوست ہے۔ اس کے کناروں پر آج سے تقریباً ڈھائی ہزار سال قبل سکندرِ اعظم اور پورس کی فوجیں ٹکرائی تھیں اور ھیروڈوٹس نے اس کا ذکر ہائیڈس پس کے نام سے کیا ہے۔ تعجب نہیں کہ کلہن پنڈت کو اپنی شہرہ آفاق "راج ترنگنی" (راجاؤں کا دھارا) کا نام اسی ندی کے بہاؤ پر نظر ڈال کر سوجھا ہو۔ نیل مت پُران نہ صرف اس دریا کے ذکر سے معمور ہے بلکہ اُس میں " وِتستا " پر ایک دِلنشین حمدیہ نظم بھی شامل ہے۔ " وِتستا ماہاتائم " نامی کتاب میں پراچین کشمیر کے وقایع نگار نے اس دریا کی گذرگاہ کا تفصیلی ماجرا بیان کیا ہے۔ وادیٔ کشمیر میں سُلطان زین العابدین بُڈشاہ کے وقت تک اس دریا کے جنم دِن کا جشن ــ (وَیتھ ترُواہ) منایا جاتا تھا جب سارے دریا میں چراغ بہائے جاتے تھے اور رقص و سرود کی محفلیں سجتی تھیں۔

" وِتستا " نامی زیرِ نظر اوپیرا میں دینا ناتھ نادمؔ نے اس دریا کو ایک تہذیبی علامت کے طور پر پیش کیا ہے جو کشمیر کی آشتی، وحدت، اور اس کی حسین و جمیل قدروں کا ترجمان

بن کر اُبھرتا ہے۔ نادمؔ صاحب نے اس اوپیرا میں اسطور سازی کی ایک معنی خیز کوشش کی ہے۔ جو لوگ جرمن شاعر رچرڈ ویگنر کی اس صنف میں کامیابیوں سے واقف ہیں۔ وہ اندازہ کر سکتے ہیں کہ قوموں کو اُن کے تہذیبی وجود کا احساس اور اُن کے مستقبل کا اعتماد عطا کرنے کے لئے یہ صنف کس قدر کارگر ثابت ہو سکتی ہے۔

اس اُوپیرا میں ہم نے بیلے اور اُوپیرا کی خوبیوں کو اکٹھا کرنے کی کوشش کی ہے۔ جہاں تک سنگیت کا تعلق ہے۔ اُس کی اساس کشمیر اور جموں کے لوک سنگیت کی رسیلی تانوں پر رکھی گئی ہے لیکن انہیں کچھ اس تازہ کاری سے برتا گیا ہے کہ یہ سنگیت کشمیری نغمہ کاری کی تاریخ میں ایک عہد آفرین پیشقدمی کا ضامن بن گیا ہے۔ اگرچہ اوپیرا میں کشمیر کے لوک سازوں کے شانہ بشانہ سنتور، لن اور وائلن جیسے مغربی ساز بھی استعمال ہوئے ہیں۔ لیکن اُن کے سُر کشمیری دُھنوں کے تابع اور ہم آہنگ رہتے ہیں۔ جہاں تک رقص کے حصّے کا تعلق ہے۔ ہم نے کشمیر کے قدیم ناچوں مثلاً رؤف، رہکٹ، ڈمالی وغیرہ سے کچھ سڈول اور ہلکے پھلکے قدم مستعار لئے ہیں اور ان کی اس طریقے سے ترتیب و تہذیب کی ہے کہ ایک بالکل نادر چیز سامنے آگئی ہے۔

کاسٹیوم یعنی اداکاروں کے پہناوے اس فن پارے کی ایک نہایت ہی خیال انگیز شئے ہیں۔ اُن پر شاید بہت قیمتی مسالہ استعمال نہیں ہوا لیکن ان پر بے انتہا محنت اور توجہ صرف ہوئے ہیں۔ ہمیں ان ملبوسات کی تیاری میں صرف نیل مت پوران اور راج ترنگنی سے ہی مدد نہیں لینا پڑی۔ بلکہ کچھ دوسرے ذرائع سے بھی تلاش کی راہیں روشن کرنا پڑیں۔ مثلاً نیل ناگ کے تاج کی بات لے لیجئے۔ اس کا خیال ہمیں نالندہ میوزیم میں ناگ ارجن کے مجسمے سے حاصل کرنا پڑا۔ ناگ ارجن کشمیر کی اسطور میں ایک خاص مقام کا حامل ہے اور وہ نالندہ جانے سے پہلے کشمیر میں رہا تھا۔ "وِتستا" کا ملبوس ہم نے اُن پُرانی تصویروں سے حاصل کیا۔ جو مختلف فنکاروں نے سینکڑوں برس پہلے بنائی ہیں اور ہمارے میوزیم میں محفوظ ہیں۔ "وُلر" کا تاج اُس وِشال جھیل

کے نشان یعنی سنگھاڑے کی شکل پر بنایا گیا۔ الغرض ملبوسات کی تیاری اور تزئین میں ہمارے مشہور فنکار جی۔ آر۔ سنتوش نے اپنے تخیل اور فن کا کمال دکھایا ہے۔

اس اوپیرا کے اداکار زیادہ تر کالج کے طلباً اور طالبات ہیں اور انہوں نے اپنی صلاحیتوں کا مظاہرہ کر کے داد حاصل کی ہے۔ اس کے علاوہ ہمارے اداکار کشمیر، جموں اور لداخ تینوں خطوں سے تعلق رکھتے ہیں۔ واقعہ یہ ہے کہ اگر جموں کے کوریو گرافر بنسی ڈوگرہ اور وہاں کی رقص کرنیوالی لڑکیاں اس اوپیرا میں شامل نہ ہوتیں تو اسمیں وہ رنگ نہیں اُبھرتا جس نے جموں اور دہلی کو لوٹ پوٹ کر دیا۔

دلی میں ہمارا یہ اوپیرا ۲ فروری ۱۹۷۱ء کو آل انڈیا فائین آرٹس اینڈ کرافٹس سوسائیٹی کے ہال میں پیش کیا گیا۔ اُس وقت انتخابات کی مہم چل رہی تھی اور اُس دِن جے پرکاش نارائین اور جگ جیون رام مشترکہ پلیٹ فارم سے عوام کو خطاب کرنے والے تھے۔ اس کے باوجود ہمارا ہال کھچا کھچ بھر گیا اور دِلی کے اخبارات اس فن پارے پر عش عش کر اُٹھے۔

"سٹیٹسمین" نے تبصرہ کیا۔

"جموں و کشمیر کلچرل ٹروپ نے جو ڈانس ڈراما پیش کیا۔ وہ رنگ، رامش، رقص، اور ڈراما کی ایک شاندار ضیافت تھا اور یہ ناظرین کے حافظے میں مُدت تک محفوظ رہے گا۔ گُل افروز ایک دِلکش شہزادی کے روپ میں اُبھری۔ حقیقتاً اوپیرا میں کام کرنیوالی ہر لڑکی ایک شہزادی نظر آتی تھی اور انتخاب کرنے والے کو اِس حسین جھرمٹ میں حسین ترین لڑکی چُننے میں خاصی دُشواری پیش آئی ہوگی۔ مکھن لال صراف کی شاہانہ چال ڈھال مُتاثر کُن تھی۔ . . . . سارے اوپیرا کی جاذبیت میں ایک لمحہ کے لئے بھی کمی نہیں آئی۔ موسیقی مؤثر اور مدھر تھی۔ مُستند کشمیری سازوں اور خاص طور رباب کی تانیں دِل موہ لیتی تھیں مغربی

اور مشرقی سٹائیل نہایت خوبی سے ہم آہنگ کئے گئے تھے ـــــــ"

"ٹائمز آف انڈیا" نے اوپیرا کے ایک منظر کی تصویر شایع کرنے کے ساتھ لکھا :-

" اس تمثیلی موضوع کو پیش کرتے ہوتے پروڈکشن میں لوک سنگیت اور لوک رقص کو خاص اہمیت دی گئی ہے۔ رنگین ملبوسات، خوبصورت لڑکیوں اور دلنواز موسیقی کی لہروں پر دیکھنے والا کسی اور ہی دُنیا میں پہنچ جاتا ہے۔ اسطور اور حکایت کی حسین دُنیا ـــــ

افسوس اس بات کا ہے کشیری ٹروپ اس فن پارے کے مزید شو کرنے کے لئے اب دلی میں نہیں ہوگا۔"

ہمیں اُمید ہے کہ اپنے وطن مالوف کشیر میں یہ اوپیرا مقبولیت کا نیا ریکارڈ قایم کرے گا۔

محمد یوسف ٹینگ
(سیکرٹری)

یکم جولائی ۱۹۷۷ء

# رِگنٛدَن گٔری

## زَنانہٕ

وٕیتھ : شُراہ[۱۶] وُرِش کوٗر اَگیوٗن کٔہونٛزٕن واجِنۍ نیٖل ناگٕنۍ کوٗر۔

سٕینٛدٕ برار : ترٛیٚنے بٕینٕہ ۔ وُہٕ[۲۰] وٕری شٕہ

[ اَکھ بیٚنہِ گیوٗن واجِنۍ ۔ ترٛیٚنٛیشوٕے زٕٹ٘ن واجِنہٕ ) اَیدی اَنٛہٕری شٕہ۔

وٕیٚشو : پَنٛداہ[۱۵] وُرِش زٕٹ٘ن واجِنۍ کَونسَر ناگٕنۍ کوٗر۔

لیٖدٕر : پنٛداہ وُرِش زٕٹ٘ن واجِنۍ شیشہ ناگٕنۍ کوٗر۔

روٗپٕش : اَکھ بوٚڈٕ آپٕ ۔ ـــــــ ۱۷ وُرِش ۔ اَنٛہٕرِش

سٕینٛد : پٕنٛژٕہ[۲۵] وُرِش اَگیوٗن واجِنۍ تہٕ زٕٹ٘ن واجِنۍ ) ہَرمُکھ گنٛگ کوٗر۔

مَدمتی : وُہٕ[۲۰] وُرِش اَگیوٗن واجِنۍ کَمرازٕچ کوٗر

اَرِفو : وُہٕ[۲۰] وُرِش زٕٹ٘ن واجِنۍ کَمرازٕچ کوٗر

---

## مَرٕد

نیٖل ناگ : ۳۵ وُہُر مَراژک ناگہ راز

واسک ناگ : ۳۰ وُہُر اَکھ بارسۍتہٕ مراژک ناگ

کارکوٗٹ ناگ : ۳۰ وُہُر مراژک اَکھ ڈٕکھٕل ناگ

شیشہ ناگ : اَکھ زٕٹھ ناگ یُس وَنوٗسی چھُ ۔ [ اَوٕرٕیشٕٹھ ]

کونسرناگ : اَکھ وٲنسٹھ ناگ یُس وَلواُسر چھُ [ اَوڑینٹھ ]

کامہ وِو : لوٗلک تہٕ حسنک دِوتا۔ یُس لٲزمیٚل چھُ کران۔ (لڑکہٕ)

دھلرُ : کمرازک راز پوٚتھر۔ کاج ناگہٕ سند سنتان۔ ۲۵ وُہرُ

کاج ناگ : کمرازک بارستہٕ ناگ [ اَوڑینٹھ ]

گوتم ناگ تہٕ
پانزٕ کھہ ناگ } مرازکہٕ زٕ ناگہٕ پوٚتھر

بَسمہٕ گول : اَکھ پاتالی راکھیُس [ ہاٚبتہٕ ناکھ ] گُری بتہٕ کرِتھ ٹکموٹ۔

بود اَربت : ۳ بود آزارِیہٕ۔ پٮ۪رہاس پورس نِش روزن والی

ترٛک زیٖش : ۳ ٹیٚد۔ یم سیٚتنہٕ بٹھو بٹھو چھ ترٛی متہٕ۔

---

<u>کلہٕ وٲلیُن تہٕ پٲراو</u>

۱۔ ناگہٕ کورِن تہٕ ناگی بن ــــــ کلہٕ وٲلیُن ــــــ

ٹاکٲزی یتھ بروٗنٹھ پکہٕ بدٕل سَرپھ پھِن کاژرِ رنگہٕ آسہٕ۔ ٹاکانہٕ ستیٚ ژھوٹ تہٕ ہلکہٕ جالہٕ ہنز گولاٲبی پوٗژ۔

پانہٕ وٲلیُت ــــــ نرِن تہٕ وچھس پانس ستیٚ لٲرِتھ سفید ساٹنک بلاوز تیوٗت فِٹ زَن تہٕ سفید ژم چھیٚ وٲلنہٕ ورٲے۔ گرٕہ وچُ تلہٕ دچھس برونہہ کنہٕ گنڈ ہیتھ ہلکہٕ نیلہٕ یا سبز رنگک اپرن۔ یُس کوٹھو ہیوٚر۔ یہن نالی آسہٕ زنگن تنگ تہٕ چُست سفید سُتھن۔ کھورنہٕ واری گُر نقشہٕ نگار کرِتھ۔

۲۔ ناگ ــــ کلہٕ وٗلیٖژُن ــــ

مُسبٹس مُستَس پیٹھ اَکھ تاج ــــ اَکھ گول روٗپہٕ کوٗر کلہٕ کِس آرِس برابر۔ اَتھ آرِ کَرِس دٕپاسے گنٛوٚ ہیوٗر کُن زٕ سٕہٕ بسندی سَرپچہِ پھَن تہٕ مَنٛز س ڈٕکہٕ ہیوٗر اَکھ تھوٗد تہٕ کھوٗل سَرپچہِ پھَن۔ گَنٛن سَرپچہِ کونٛڈُل۔

پانہٕ وٗلیٖژت ــــ کَرٕہ وَچھٕ ٹُلی اوٗنمُت ٹیٖنچہِ دار بگہٕ رُسی یا جاہٕ فری جامہٕ۔ کھورَن نالأنی۔ مَرٕعن سَرپچہِ آکاہکٕ مَرٕہ بَنٛد۔

۳۔ سیٖند برارِ ــــ کلہٕ وٗلیٖژُن ــــ

تھوٗد کھوٗنہٕ کَسابہٕ آیہٕ ٹاکأنی تہٕ پوٗژ۔ باقی پوشاکھ ناگَنٛن ہُنٛد ہیوٗہ۔

۴۔ وولَر رازٕ ــــ

وُٹھوٗ وُٹھوٗ سَرپچہِ چالہٕ صافہٕ۔ لچہٕ بَدل سَرپچہِ لَٹ تہٕ توٗرٕ بَدل سَرپچہِ کلہٕ۔ زیوٗٹھ اَپرَن چالہٕ جامہٕ۔

۵۔ بَسمہٕ گول ــــ

زیٖٹھوٗ آیہٕ کُری بُتھی چالہٕ کھوٗٹ۔ تَنگ جامہٕ تہٕ تنگ مُر پأجامہٕ۔ بگہٕ رُس رَنٛگہٕ یِتھ سوٗتہٕ ٹیٖنچہِ کرِتھ چھِے۔

۶۔ بود اَرہَت ــــ

سفید زیٖٹھوٗ اَپرَن چالہٕ ہوی کوٹ۔ کلَس پیٹھ بوٗہٕ ٹکنہٕ ووٚٹ۔

۷۔ تُرُک شیٖد ــــ

سَبز رَنٛگہٕ زیوٗٹھ جامہٕ تہٕ پأجامہٕ۔ کلَس کُلاہ چالہٕ ٹوٗپی۔

۸۔ مَدمُتی تہٕ اُرزٕ ــــ کأشُر زنانہٕ رَخ تہٕ زیوٗر۔ کلَس سأل وُڈٕنی دِتھ۔

## عَلامژ

— اَکھ عَلَم یَتھ پیٹھ اَرکرِتھ سَرپھ پیہ ہاوِنہٕ۔

— بیاکھ عَلَم یَتھ زٕ گاڈ کٔلہٕ تہٕ لٔٹ بلہٕ وِتھ آسن۔

— کرازِچ کأشر عَلَم سفید ترٛٮ۪ے آرٕ کونڈل تہٕ مَنز باگ ووزُل داغ کٔرِتھ۔

---

## آرکسٹرا

سورنے ، ڈولکی ، سَنطور ، کأشر ساز ، رَبابہٕ ، گِٹار ،
تھالجہٕ ، کھرتال ، وایلِن ، سارنگ ، سیتار ، بانگو۔

---

## گوڈنکہٕ رَنگک مُقام

بانہاٚج بألک دوتری دأمن۔ نٟل سٕنز رازٕ دأف
رَنگہٕ پینچہٕ پیٹھ کھوورِ پاسہٕ وِنگہٕ نکھہٕ ناگ رَن واسکو اَکھ زٕتھم پوان بوزنہٕ۔ دٔچھنہٕ
وِنگہٕ اَکھ بیر یَتھ سیتی برٛونہہ پکمُنیک وَتہٕ پوٚد پَتھ پکھس کُن گرٛٹعان چھہ مَنز باگ
ژٕہنی کُج بَرجستہ پھوجمژ۔

## دۆیمہٕ رَنگک مُقام

دٔچھنہٕ وِنگہٕ نکھہٕ اَکھ وُڈر وَتھ ہیر پیٹھ بوٚن وَسان۔ کھوورِ وِنگہٕ ویرٕ وارٕ مَنزی کولہٕ
بوٚٹھ۔ پوٚت پکھس مَنز نِپہٕ نِپہٕ کرٕون سَر۔ اَمی سَرٕ مَنزٕ گرٛٹھ وولر رازٕ نوٚمودار۔

# پڑولوگ

(بالا تہٕ پأیِن تھکہٕ پینچہٕ پٮ۪ن پیٹھ سوُرے گِنٛدن گرٛی کاسٹ تگہٕ تگہٕ اِستادٕ روزِ تہٕ گیوٗن وٮ۪تھ ترٛوٗش ہُنٛد ENSEMBLE گیوٗن تہٕ ژ‍ٲنٛگی وٗسن وٮ۪تھ مُنٛزٕ ییہٕ)

[ پردٕ ووتھان تھوٗد۔ وٮ۪تھ ہُنٛد زاپہٕ دوہ۔ وٮ۪تھ ترٛژولہٕ، وٮ۪تھ بُٹھی لکوٗ بُرنہٕ۔ وٮ۪تھ مُنٛزی ژ‍ٲنٛگی وٗسان ییہٕ۔ بادشاہ ژ‍اکہٕ وارِ کیتھ دزامُت دوہ پالنہٕ۔ للتادت تہٕ بڈشاہ تہٕ]

(ایکجارٕ گیوٗن ۔ گِنٛدن گرٛی ژ‍ٲنٛگی اَتھن کیتھ ہیتھ نژان ———)

(موٗسیقی ہیٚنٛزٕ لَے۔ طرح دار پُرجوٗش چھپکہٕ)

اُنٛدی اُنٛدی بال ووہ گیہٕ تھوٗزٕ کارِ ... یتھ رٮ۪نٛشی وارِ وٮ۪تستا راَچھ

بنہٕ رٕڈی رُڈ پیتھ وٗن ، وٗن یارٕ ... یتھ رٮ۪نٛشی وارِ وٮ۪تستا راَچھ

سوٗنہٕ ہنٛدی سَنگر روہ پہٕ کوہسارٕ ... مرگہٕ تہٕ بال چھہٕ پوٗشی پوٗش

کوہٕ راذن اَمرہ پتھ مُنٛڈی نارٕ ... یتھ رٮ۪نٛشی وارِ وٮ۪تستا راَچھ

سوٗرگہٕ ہوا پژاران اُنوارٕ ... تھوٗنا کانہہ میٚتہٕ سازس گوٗش

رٕنٛگہٕ ژ‍رِ وِگنہٕ تہٕ وَنہٕ چے ہارٕ ... یتھ رٮ۪نٛشی وارِ وٮ۪تستا راَچھ

ویٚتھہٕ بٔٹھو ٹھو وزامژِ اَچھِ دارِ     لازان سَتھوِ نادٕے اَسہٕ گوش
خانقاہ پَربَتھ دَرشَن دارِ     یُتھ رٔیشِو وارِ وہٕتَستا راُچھ
للہٕ واکھَن عِتی شرُکی دُردانہٕ     ہیٚنٛدی تَے مُسلمان ہم آغوش
اَتھ واس رُژھرِتھ پٔتمے پیٛارِ     یُتھ رٔیشِو وارِ وہٕتَستا راُچھ
ویتھ مارِی مُنٛز سُکھ پرِتھ اُکس ٹارِ     رازٕ تہٕ پادشاہ ستھاُ وِتھ گوش
للتادت بٔڈیٖہ بڈشاہ گارِ     یُتھ رٔیشِو وارِ وہٕتَستا راُچھ

[ پٔرٛولُگ پَتہٕ گژھِہ لایٹ فیڈ آوٹ تہٕ بژٕترٔی کھنٛڈی نیرِ دٕنیمِہ پاسہٕ لایٹ مُنٛز اَکھ داستان گوٗیس لایٹ پیہ ڈٕپی زٕ تہٕ بروٗشہٕ پکناوِ کاشہٕ آرکو نڈٕلس مَنٛز تہٕ ستے مُنٛزس دأتھ گژھِہ پہٕ آرکو نڈُل وُسیع تہٕ گاش کرِ اُمِس اُنٛدی اُنٛدی گٔتہٕ گیوٗر۔ داستان گو وَنہٕ داستان ]

داستان گو (نثر)

دپان پَتھ کالہٕ پیٚٹھٕ اُسی اُسی پیٚتھے کُنہٕ
پَننہٕ ٹاچھِ ویٚتھہٕ ہُنٛد زا دوہ مَناوان
پیٚتھے کُنہٕ ژُ اُنگو زالان
پیٚتھے کُنہٕ اُسی گیوان اُسی بٔنیہٕ نژان اُسی
کَران اُسی شادیٖ یانا
ویٚتھہٕ بُٹھس پیٚٹھ روزٕ وِنی کاشرٕ
پرزایا رازٕ
للتادت تہٕ بڈشاہ ــــ

یہ وِہتھ کوسہ اُس تہ کتہ آیہ بوزو

(نظم)

زبان ہمال بالس کھوبہ اندر اوس

(تحت اللفظ)

سیٹھا پتھ کالہ     اکہ وُسی سمندر
سُتی ہندا اوس اُتھی نکھہ لولہ مالیئن
تُوے امِس وَنان ساری سُتی سر
کوہس پیٹھ بالہ تیتشالین تھونگین پیٹھ
بسان تپہ ریشی سدران دیہ ناو ہردم

(لے)

دیہ ناو شری شری، ہر ہر گری گری تم اُسی پوزا کرانو ـــ تاے ہاے
تم ہا اُسی پوزا کرانو ـــ تاے ہاے

(تحت اللفظ)

دپان شدرس اندر گو پاد زلہ دیو
شہ لوگ دنہ دوکھ لگن، ریشی آے سیٹھا تنگ
کشپ ریشی سے کورُکھ فریاد،    وونہس
دیس گژھ تو شرن دیوہ اُسی تہ موکلو
دین ییلہ بوز بکھتین ہنز یہ زاری
ترشولہ کہ ٹاسہ ییلہ گو آب جاری

(لَے)

بُترالٹھ نُنی وژاپہ، ژلِہ دپوَنطِہ گو، کرنہِ لگو اُسی تہِ تُشکرانو  تُلے ہلے

اُسی ہا لگو کرنہِ شُکرانو  تُلے ہلے

(تحتُ اللفظ)

دَپان ٹُستی بُستی لُج ژوہ پاڑی

مَرازُس مَنز بَناو ناگو بَنِنہ جاے

تہ ووتِرس مَنز موکُل کَراز ڈلیشہ

پیٹھاژ شُری باژ ہیتھ توٗت روٗنے آے

ہدوٗن اُسی کرژام کینہ یم اُلہ اُرس نِش

توے رووکھ پیاپے پانہ وُفہ نیٗلے

(لَے)  دوٗن وَرِن پھاس پیوکھ، کانُسہِ ہُنز نہ پاس گوکھ

کانہہ تہِ اوس نہ نیٗلے اُنزرانو!

صاحبو، کانہہ تہِ اوس نہ نیٗلے اُنزرانو

یارو، کانہہ تہِ اوس نہ نیٗلے اُنزرانو

تُلے ہلے

(تحتُ اللفظ)

دَپان توٗ ورتھ سو مانفرُتھ چھنے کانچھان

وچھان ما ذاتھ. اُو سوزان بَراتھا

یوان نیٗلہِ سونتھ تیٗلہِ یمہِ پوشہ پھوٗتی ہیتھ

ہُرُ دِیتھ کوٚنگ وٕڑٕر پیٹھ زوٗنہٕ راتھا
صُبحَس سَنگر مھولان دوٚدٕ کول وُزان زَن
تہٕ شامَس یاوٕنَس ووٚشلان چھپے ہَن ہَن
وَنٕدَس شیٖنَس اَندَر پشمیٖنہٕ بُتراتھ
تہٕ رہتہٕ کالَس اَندَر ریشمِ چھپے وُہراتھ

(لَے)

اُتھی عالمَس مَنز، سوٚکھ شادی کُری کُری، روٗدی اُسی دوہ دِین بَرانو

صاجبو ، دوہ دِین روٗدی اُسی بَرانو

یارو ، دوہ دِین روٗدی اُسی بَرانو

تأے ہاے

(تحت اللفظ)

مرازَس مَنز دِیان ییٚلہٕ نیلہٕ ناگَس
پرٕزَل وِنی کوٗر اَکھ زایِس وِیتستا
سیٹھا اُس مٲری مَنز زَن اُس پرٕنم زوٗن
دوٚدَس مَنز زَن تہٕ یِمراں اوس گوٚلابا
یَپاری کَرازٕ زامُت رازٕ پوٚترا
سُہ زَن اَڈ اوس ہری مَیک شولہٕ وُن گاہ
ہِمَن اوس لانہٕ لیکھتھ پانہٕ وِنی میٖثل
یِمَن اُس دِے کَرٕنی ییٚتہٕ دوٗر بلکُل

(لَے،

کَرَمہٕ لیکھایہٕ ہِشز کتھ تہٕ آپہ باکل، زَن تہٕ آسی اُتھی پژارانو

صاحبو۔ زَن ہا آسی اُتھی پژارانو

یارو! زَن ہا آسی اُتھی پژارانو

اَکہٕ دوٚہہٕ اَکہٕ بییلہٕ سوٚنتھ اوس وَتہٕ وَتہٕ، لوٚکھ آسی شادی کرانو

صاحبو۔ لوٚکھ آسی شادی کرانو

ناگہٕ رازٕ دانہٕ منٛز، گُل سچھوٚلی وَتہٕ وَتہٕ، داستان گژھوٚ بوزانو

[ لایٹ موٚژِ داستان گوہس اَندی اَندی تہٕ سہ گژھہ اُتھی منٛز دیگلیتھ ]

موٗسیقی ہِشز لَے بدلہٕ۔ سونتُک سین گژھہ نیلہٕ بنٛزِ رازدانہٕ منٛز ووتلان

تہٕ لایٹ گژھہ بڑادان ]۔ لَے بڑادِ تہٕ ہمہٕ رَسہٕ رَسہٕ۔ اُتھی

تالہٕ پیٹھ نیرَن نژان نژان سرسبنٛد بڑارِ تہٕ ہرتی آسکھ وتھ تہٕ ژوشوے

آسَن وِسان تہٕ اَکھ اَکس کُن نظر دِوان۔ منٛز باگ سٹیجس وارتتھ ہین

یم" ویکھو وژن تالہٕ" پیٹھ نژُن تہٕ گژھہ گیوٗن شوٗروٗ ]۔

۱۔ سوٚنتہٕ بُلبُل ڈیوٗٹھہٕ مے — وارِ اُژتھ بیوٗٹھہٕ مے

۲۔ ڈالہٕ ماران ڈیوٗٹھہٕ مے — زیرِ گُجرِ پیٹھ بیوٗٹھہٕ مے

۳۔ پوش سومبران ڈیوٗٹھہٕ مے — پوشہٕ تھرِ پیٹھ بیوٗٹھہٕ مے

۴۔ بالہٕ پیٹھو پیٹھی ڈیوٗٹھہٕ مے — مالہٕ پیٹھ کنہٕ بیوٗٹھہٕ مے

۱+۲+۳+۴ سوٚنتہٕ بُلبُل ڈیوٗٹھہٕ مے

وارِ اُژتھ بیوٗٹھہٕ مے

( لَے بَدلِہ )

دۄیمہٕ وِنگرِ کِنہٕ نیرٕن واسک ناگ، کارکوٗٹ ناگ، گوتم ناگ تہٕ پانژٕ رُٹھ ناگ نژٕنکرِ اَنداز پیہرِ تژاوان تہٕ سوٗنتہٕ شاُدی یاپہٕ گیوان گیوان۔

( لَے ) تھہٕ داماہ چٔتم تہٕ بأل یے

۱۔ سوٗنتھ بیٚیہٕ آوسون ساُلی یے     لول موٗلہٕ ناوی ہی مأل یے

۲۔ ناگرٕ بُبرٕ رایہٕ یاوُن وُزان     اوشہٕ پژاوُن ژٕیژ کأل یے

۳۔ سَنگرٕ و پیٚٹھ چھیٚ وُزمل گیوان     ہأج یاوُن نژان بأل یے

۴۔ داغ لالس پیٚنبرزلہٕ دیچاغ     شَبنمن تھوٚو نہٕ کانہہ خأل یے

۱+۲+۲+۴     سوٗنتھ بیٚیہٕ آوسون ساُلی یے

۱+۲+۳+۴     سوٗنتھ بیٚیہٕ آوسون ساُلی یے

لول موٗلہٕ ناوی ہی مأل یے

[ وارٕ وارٕ نیرٕن ناگ تہٕ ناگرٕنہٕ دوٚیو وِنگو کِنہٕ تہٕ سَندھیا بھنہٕ اَنَ وتھہٕ پانَس ہتھ ]۔

وتھ     [ پانٕ پانس ہتی گٔنگراوان ]

چھُ موٗلہٕ وان سوٗنتھ وَتہٕ وَتہٕ پوشہٕ پھوٚلی یے

دَپان اَز کامہہ دِو ما آسہٕ ییٚتی یے

پھُلے دژاہرٕ چھیٚ وَنہٕ وان شامہٕ پتی یے

دَپان اَز کامہہ دِو ما آسہٕ ییٚتی یے

سیٚنزٕ بژأر لہٕ وِسان کتھ پیٚٹھ چھیٚ وتھ اَز ژوٗر ژوٗرے

پژژھان گیاہ تام چھیٚ پوشَن ژوٗرِ ژوٗرے

کران ما لولہ غبابن نالہ مُتی یے

دِپان اَز کامہ دِو ما آسہِ ییتی یے

وِیتھ۔ ژِ کیا زانکھ تہِ شدھیا خاب کیاہ گے

بہ چھس وِیتھ چھم خبر گرداب کیاہ گے

ژِ چھکھ بُبرایہ ہاوان نارِ تُستی یے

دِپان اَز کامہ دِو ما آسہِ ییتی یے

سپنٛدرِ بزارِ۔

خبر کیاہ چھے پہ چھم لوٗکھ غلامتھ

ژنے چھے یاوُن تہِ یاوُن گیہ قیامتھ

ژنے چھی وُنہ لاوی ارمان نیٚندرِ ہمتی یے

بہ زانَن کامہ دِو چھس جامہ چھتی یے

[ سپندر بزارِ تہِ ویتھ ہوان نیرن، سپندر بزارِ نیران تہِ ویتھ پھیران واپس۔ سٹیج لایٹہ بدلن جل جل تہِ بزرونہہ پکھچ روشنی گژھہِ وارِ وارِ مدھم۔ پوت پکھچ روشنی موژِ اُکس آرِ کہ نڈلس منز تہِ اَکھو منز گژھہ کامہ دِو سفید جامہ پیرتھ، تیر ترکش ہیتھ نوٗمودار، بزرونہہ پکھس منز لگہ ساہ گاشس منز سو سراے ہش ]۔

ویتھ۔ (پانہ پسے ستی)

یلہ ہے چھا کامہ دِو چھس جامہ چھتی یے    اُمس یاوُن چھ وُنہ وان بزونٹھ پتی یے

اُمس دِو تامو کھس چھس نورِ چھتی یے    کران چھس میٹاذ آلو نالہ مُتی یے

دِمَس ناہِٹھو پادَن لٲوی ٹٔنٹ ییے

یہِ ما وُچھِ میٲنی اَرمان آرٕ کٔتی ییے

[ مۆسیقی ہِنٛز لَے ووتلِہ تہٕ کامہ دِو ییہِ گاشہِ آرس مَنٛز وارٕ وارٕ بڑۆنٛھہٕ پکھِس گُن، وِہتھ گرٛژھ کامہ دِوَس سَن موکھہٕ تہٕ دو نوٗے ین گاشہِ آرس مَنٛز ٹاکارٕ لَبنہٕ۔ وِہتھ نیٖرِ رۆبۆدِ گرٛژِھتھ پَتہ پَتہ نژَن قدمَن مَنٛز۔ کامہ دِو ییہِ بڑۆنٛھہ بڑۆنٛھہ نَژَن قدمَن مَنٛز۔ دوٛن ہُنٛد کَش مَکش ییہِ پیھنٛدِس آرٕ نژنَس مَنٛز ہاوُنہٕ۔ لایِٹ دِیہِ یمَن ساتھ تہٕ آرکسٹراکرِ نژَن ترٛلے زیرو بَمَس پیٹھ مُحکَم ]۔

( لَے بَدلِہ گیوٚنٛچ )

کامہ دِو۔

لۆبہٕ وٕنی تہٕ شۆبہٕ وٕنی ہتے کہا سونٛدری

سونٛدری ژٕ گَیے پرٛاران چَھکھ

ہٕنلے نائِگنہٕ لٲوی پوشہِ گونٛدری

سونٛدری ژٕ گَیے پرٛاران چَھکھ

وِہتھ۔

کامہ دِوٕ ٹاٹھِ سانہٕ رۆٹ مَتے چون دامَن

ہَنہٕ ہَنہٕ چھَم مَتے چاٲنی مَنہِ کامَن

اَن زاٲنی دوو چھُم مَتے تیلان اُنٛدری

شَمشیرِ ڈنٛدرے تھاران چھَس

کامہ دِو۔

موٗصمی گلہِ ٹوٗزی وُچھ منٛے چون کرمہٕ لون

کمرازِ اتھٕ آم بہارازِ چون

تیٚشہٕ یتھ ژنٛے دِلہٕ پمپوشہ پھولہِ اندری

سوٗندری ژٕ کوٗرے ستھاران چھکھ

وتھ۔

ہے کیشاہ گوم، ییٚنہٕ بوزہم کاشہٕ پہٕ کتھ

لگہِ کوٗت مرٛازِس کمراز وَتھ

تکہِ تکہِ کرٛنم تہٕ سپرٛنم منٛے اندری

شمشیرِ ڈندرے ستھاران چھس

کامہ دِو۔

کمرازُک ناگ زاژ بوٗڈ چانے

اَصلی کتھ میشانہٕ مانے بوز

ہے نفرتھ تمی ہیٚٔژنہٕ زانہہ تہٕ اندری

سوٗندری ژٕ کوٗرے تھاران چھکھ

میشانہٕ اچھن منٛز ڈُنگ دِتھ وس بون

لانٛی میٹھل ڈیلشہٕ ہن سنہٕ کھوتہٕ سوٗن

وَس بون وَس وَس وَس بون ژٕ اندری

سوٗندری ژٕ کوٗرے تھاران چھکھ

(موٗسیقی ہنٛز لےٚ بدلہٕ — قدمَن ہُنٛد زیر و بَم )

( وۄتھ گیٛران گیٛران۔ ترٛٲن قدم ڈُلان تہٕ وارِ وارِ وۄسران ہش)

[موٗسیقی گژھہِ ہلکہٕ تہٕ کاف اَور] طرز — "مے شوقہٕ یارہٕ ہنٛد..."

وۄتھ۔ اَسرہٕ وۄسرہٕ منٛز

جوو گوم جِگرَس دوو گوٚ ژالہِ تہٕ     آو دِی توسے

کھسہٕ وۄنہٕ مرگے وسہٕ وۄنہٕ بالہٕ تہٕ     اُہی نی توسے

موٚہنہٕ نیٚنٛدرے وُجنس بال تہٕ     آو دی توسے

(نیٚنٛدرِ منٛز وۄٹھہٕ پھسراریہٕ گوان)

جوو گوم جِگرَس ، جوو گوم جِگرَس ، جوو گوم

(نیٚنٛدرِ منٛز سوٚپنس منٛز بیدار گژھتھ وۄلر راز ہُنٛد ریٚپ
وُچھان تہٕ پانہٕ سے سیٛتی گیٹ گراوان وَنان)۔

دلے) نُبس متے گنٛجہِ مے تارِ لولو

(پانہٕ سے سیٛتی)

یہٕ چھُ سُے نُندبون یہٕ چھُ سُے کرمہٕ لون     یہ چھُ سُے ہمارازہٕ میٛون لولو

کامہٕ دیوَن یُس کراز پرزون     یہٕ چھُ سے ہمارازہٕ میٛون لولو

قدہٕ زَن سروِ کُل، مدہٕ زَن چھُ پمپوش     پراکاش زَن چھُ رَتہٕ ووٚن لولو

ہالولہٕ اسکھر او کھوتہٕ منٛز یہ لَلہٕ وُن     اُسی کروس پوشہٕ ورشون لولو

یہٕ چھُ سُے ہمارازہٕ میٛون لولو

[ لایٹ گژھہِ برٛونٛہہ پکھس منٛز پوٗرٕ فیڈ آوٹ، پتٕ پکھس منٛز ووتلہِ لایٹ تہٕ

بڑاوِ ہنا۔ یہ آسہ نیچ لاپٹ۔ اَتھ آسہ مَنٛزس اَکھ گوٗڑکھن۔ دوٚن پاسن آسن زٕ ٹاپ سُیاٹ لایتھ۔ اَکس منٛز گژھہ وٕہتھ نوٗمۆدار تہ بیٚیس منٛز بیٚیس طرفہٕ گژھہ وولر راز نوٗمۆدار۔ دوشوٚنے وُچھن نَبر اَکھ اَکس کُن تُلتھ، تہ ہِن جور گیوٚن]۔

(لَے)

[ہَن ہَن چھم لولہٕ چانہٕ بُرتھ زولہٕ چھم نَے        سوندٕ اَرے سوندرے]

وولر راز

وینتھ آیہ کِھے شوٗزٕ تَن ناوِتھ        پوشہٕ وَرشُن کرے بو        کرٕ بو
نالہٕ رَٹِہ ہتھ بال کھرٕ تھاوِتھ        لال وُتہ نے جرے بو        جرٕ بو

وِہتھ۔

ہا رازو ہا وولر رازو        کتہٕ ژیٚنے رٕوس وَرے بو        وَرٕ بو
اَکِہ وُچھ پتہٕ نتہٕ مَنساوِتھ        نتہٕ کیہہ کتھی ترے بو        ترٕ بو

وولر۔

وَژھہ وانجہٕ لول وُشناوِتھ        مَس کھاسین بَرے بو        بَرٕ بو
سُلہٕ شبنم اَشہٕ منٛزٕ ناوِتھ        پاڈٕ مَستس جَرے بو        جرٕ بو

وِہتھ۔

کامہٕ دِو گوم سپر چون باوِتھ        تنہٕ لجہہ سے وَرے بو        وَرٕ بو
دوٚن تھووٚکہ منٛزٕ زھلن پاوِتھ        وَن تہٕ بال ما مَرے بو        مرٕ بو

وولر۔

لول پرٕتھ کیتہٕ ہیکہٕ وِہتراوِتھ        لولہٕ تاوَسے ترے بو        ترٕ بو

کھَن یاژھِن دِیہ پُرٕ ناوِتھ    مَنٕز مَنٛزتی سَرے بو    سَرٕ بو

وتھ۔

سپنہٕ مُژرِتھ کینہٕ مُشرآوِتھ    ناو چونے سَرے بو    سَرٕ بو
وَنہٕ آہم مَنہٕ وُز ناوِتھ !    نَنہٕ وانے تَرے بو    تَرٕ بو

[ وتھ گژھ بیدار تہٕ پانہٕ ہے ستی گیٖٛگراوِ" لول پڑتھ کینہٕ ہیکہِ وتراوِتھ لولہٕ تارَے تَرے بو ـــ تَرٕ بو ـــ اُتھی مَنٛز ینس پنٕہٕ وہسہٕ سندھیا بینہٕ تہٕ تمہٕ پرٕژھنَس ]۔

ترٕسندھیا۔    ہَنگہٕ مَنگہٕ وُجنکھ کمی ژھہٕ نیٚنٛدرے
پہٕ کیٚنتھے سونٛدرے سَپدُے حال!
گٹکھ زَن لوگُت چھے پوشہٕ گوندرے
پہٕ کیٚنتھے سونٛدرے سَپدُے حال

وتھ۔

متے سَمکھ سوٚنٛس مَنٛز پنُن کرمہٕ لون
کراُزک ووڈلر رازٕ نُندٕ بون
بوہے میلہٕ تسی ستی دے تہٕ رِش ہندرے
متے ہے ژھہٕ نیٚنٛدرے ووٚلنَم نال

ترٕسندھیا۔

ناگ پینہٕ بوزنے تہٕ کَرنے سیٚنٛدرے
کمہٕ مایایے ووٚلہٕ نے نال!

سونتہٕ سُلہٕ یَرے لگہٕ ہی پوشہٕ گونٛدرے
پہٕ کینٛژھے سونٛدرے سپدے حال ]

[ دوٗرِ گژھہٕ ییہٕ گژنی ہیوٗہ تہٕ نیلہٕ سنٛدِ اَژنک صدا گژھہٕ کنٛن۔ سٹیج لایٹہٕ بدلن وہی۔ وۄنہٕ روزہہٕ بُنگہٕ گژھتہٕ تہٕ نیل اَژِ دٕچھنہٕ پاسہٕ سٹیجس پیٹھ ]۔

(نیل اَژِ وُنے چھنے وۄنہٕ تہٕ سِنٛدِ بزارِ کانٛپان ہشہٕ تہٕ جوشجل بوٗن گُن ترٛاوان!

نیل۔ (سنجیدہٕ تہٕ گوٗب آواز)

[ زیٹھہٕ آپہٕ ]

اَنٛگہٕ اَنٛگہٕ وۄہرتہ زن ہنٛگہٕ ڈٕجہٕ      رازہٕ کوٗ مارے رٕنٛگ چھنہٕ جان
سونتہٕ سُلی کمہٕ ماہہٕ چھنے وُجہٕ      رازہٕ کوٗ مارے رٕنٛگ چھنہٕ جان

[ تیز تیز ]

یاوِ فرما توہہٕ کٔڈ نو کل
سپرِ پٕنٕن باوِو بُل
یٕژہ پٕژہ پیہٕ تُہنٛز بے باکل

ترٛسندھیا تہٕ وۄنہٕ یکہٕ وٹہٕ۔

رازہٕ اگر توٗہی ماف کرِو۔ تیلہٕ یاوو پژتہ
کانٛہہٕ گژھتہٕ اُسی صاف

نیل۔

خوف مہٕ بَر کانٛہہٕ، ٹاٹھی وۄتستا      یوٗد ژٕتے کھوتے کانٛہہٕ ٹارِ ژرٕون
مےٚ چُھ رٕتیشو وو نمت سیدِ اَژکل      لوٗن پٕنٕنہٕ اَچھہٕ دارِ ژرٕون

وچھ۔ (سبٹند بزارکُن) وَنہٕ ہَس وَنہٕ کیاہ
زیُو پیٹھ اَنہٕ کیاہ

ترٛسندھیا۔

وَن چھُنہٕ پروا بَب گو دسگاہ

وچھ۔

راژٕ مےٚ سَمکھیو سۆپنَس مَنٛز مہاراژٕ پَنٕنۍ تَسۍ پُتٕرم لول !
دِ سے نَفرَتھ تہٕ اُوتھہ ہلہٕ زٲرک ژونگ دِلس مَنٛز ازمےٚ زول

نیل۔ [کینژھا خوش تہٕ کینژھا حَاران]
شابُش چھُے خوش خبر اوَنہٕ لَس، پوز دِ سے نَفرَتھ کَس کُہ سنٛز

سندھیا۔ [مُنٛزی وَنان]۔

راژٕ اُمس چھُو راژٕ وولُر سۆپنَس مَنٛز آمُت سُے گوس ڈٔٹھ
کامہٕ دِوَن اُکھی ساٗکھی دِژہٕ ژ ووفہٕ چھُہ تہندٕ آنکاربا تِ

نیل۔ [خشم تہٕ حَاراُنی]۔

راژٕ وولُر ، مہاراژٕ وولُر
کامہٕ دِوفہٕ چھُس ساٗکھی ستی
نیلُن دُشمَن ، بَد کَرازی
کامہٕ دِوَن کَری اُجِرٕ جاُوی

وچھ۔ راژٕ وولُر چھُنہٕ کاںہہ بَدکار
دِوتا ییٚژھ سٟپدُم ساکار

نیل۔ بوز وِتستا چھِے نہٕ خبر
اُسی ناگن ہِندی پرٛأنی گبر
زأژل، ڈٕیکہٕ بڈی، شوٗبِھاپہ مان
پیشاژن چھا اَسہٕ سیتی مان
کامہٕ دِوَس پھِرپھیر چھِتے کأم
تَس پَتہٕ لاران پَنہٕ نٕے شاپھ
یَس پَتہٕ لوٗگ تَس چھُہ اَنان ضاف

وِتھ۔

مے بَرفِ چھا اَسہٕ کیٗت پاپھ
لول کَرٕن چھا ناگَن شاپھ

نیل۔

شاپھ تہٕ پاپھ کَتہٕ زانکھ کوٗری
ضاف اوٗنتھ پانَس کوستوٗری
گَژھ میانیو نَظرو گَژھ دوٗر
چھِے نہٕ ژٕنے لأنس کینہٕ منظوٗری
موکجارس چأنس لگی تأری
ہوٗوے کونٕسے اَز شمسأری

( وِتھ تہٕ تتہٕ سندھیا وِنگو مُنٛزی نیران۔ لایٹ ہمان تہٕ بیٛنہٕ تیزان تہٕ بلقِے ناگ سٹیجس پیٹھ پوان یم ناگ چھِہ ——

واسک، کارکوٹ، پانزنٹھ، گوتم بیتر ناگ ہیتھ بٹھ روبہ داب سان گوڑ قدم تُلان۔ سٹیجس پیٹھ اُژان تہ غضب ناکھ اُنداز س مَنز دَنان جنگل تَرنُمس مَنز)۔

(لَے) ئے یُس شیشے ناگس پیٹھ چھے یوگچہِ نیندرا یے
لُکھی پادن تل چھس رؤزِتھ کمہِ لولہِ تہِ مایے
تَر اُوِتھ چھے آرام۔ شاما تُمہِ ہے گرو پرنام

نپل۔

اُسہِ گیہِ اَز ناکام بوزِو۔ اُسہِ گیہِ اَز ناکام
کامہِ دِوَن کُر ماتھرِ بزی اَز رازِ کوتاری سانی
پھلواے گامتی وولرس پتہ پتہ بے قل بنیہِ انزانی
کونسر ناگس شیشے ناگس سون سپدیو اَز تزام
اُسہِ گیہِ اَز ناکام ـــــ بوزِو
اُسہِ گیہِ اَز ناکام ـــــ
سانی دِلاوَر ناگہِ پوتھرِ تس ٹارِ کھوتس ماکانہہ
وانگھ، پانزنٹھ، گوتم اُستھ اُس نہ کانہہ تہ براہ
ناگن ہنزِ شاہ زاز شبیا زانہہ پیشاژن ہنز کرام
اُسہِ گیہِ اَز ناکام ـــــ بوزِو
اُسہِ گیہِ اَز ناکام

کارکوٹ۔
اَصلی بوزِو کُمرازس شُترُت چھُ مُرازس سیتہ

ژھل کری کاجی ناگ پیشاژن ازتام اسہ ستی کیتی

باقے ترنے ناگ۔ کراز کرون اسی رام۔ راجن

کیاز گژھو بدنام

واسکہ۔

ویتھ سمجاوون، اسی شوبہ راوون، پانے دلو گژھہ راضی

پانژرٹھ۔

بسمہ گلس ستی توہی کتہ کری تو، کامہ دوس دیہ بازی

گوتم۔

کام تہ لبہ انجام۔ راجن

توہی تہ کرو آرام۔

نیل۔ (سوئچان سوئچان)

بسمہ گلس پتیہ کتہ اسہ باونی تھاون سہ رضا منٛد

فلحال ویتھ پتیہ ناگہ کھتس منز اسہ تھاونی پابنٛد

پزارو توہی توت تام، ٹھہرو

پزارو توہی توت تام

گوتم۔ کامہ دوس وزر بسمہ گلس ستی ویتھ گژھہ پانے راسی

کارکوٹ۔ تیلہ کتہ روزیس لولچ رنیہہ تیتھہ سوزے گژھہ پاتاسی

باقے۔ توہی تراوو آرام۔ راجن

توہی تراوو آرام۔

[ باقے ناگ نیران حرف روزان نیل سٹیجس پیٹھ ]۔

(لایٹ گژہ فیڈ آوٹ تہٕ بیلہٕ فیڈاِن گژھ نیل آسہٕ اُکس پلس سیتی ڈٕکھ دِتھ زَن سونچان کیاہ تام۔ آرکسٹراچہ لیہٕ ووتلَن تہٕ نیل ووتھِ تھوَد تہٕ دِیہ اور یور گردِش۔ اُمی سِندی قدم آسن بے قرآری ہِندی تہٕ اُتھی منز کڈ سہٕ آلو) نیل۔

سُندَن گلیو! بسمہٕ گوٗل چون کتہٕ چھے
اَز چھے میون دوٚپ ازماو زور
پدمہٕ سرن ووہ لرَن چانی گژکھ دِژ
پترُت چون اُسہٕ کھوٚت ووہ لہٕ بور
بسمہٕ گلیس کَرَ آلوَ سوزُن

[گژکھ لایان]

بسمہٕ گلیو ! ہا بسمہٕ گلیو !
نیرہٕ نیبر اَنہٕ گٹہٕ منز ڈُلی ڈُلی
گنڈ ہیس، بنڈ کر وو لرک شور

[زور لایان گژکھ]

بسمہٕ گلیو ! ہا بسمہٕ گلیو !

(لایٹ گژہ فیڈ آوٹ تہٕ بیلہٕ بیٚیہٕ فیڈاِن گژھ نیل آسہٕ اُکس پلس سیتی ڈٕکھ دِتھ زَن آرامس منز۔ اَتھ وقتس روزِ آرکسٹرا گوڈٕ ہلکہٕ تہٕ پتہٕ اَکھ زوردار نٕہج بنتھ ووتلان۔ اُتھی منز گژھ بسمہٕ گوٗل پننس مخصوص لباسس

مَشز بِپاٹھ لایِٹھ مَشز نوٗموٗوار تہٕ تھَفا تھتران تھَفا تھتران واتہٕ نیٖل ناگَس
بڑونٛٹھ کُن۔ باسان زَن چھُہ گونٛژھِہ تُلی اَسان ]۔

بَسمہٕ گوٗل۔

نیٖلہٕ سانہٕ ناگہٕ رازٕ کیاز چھُکھ پریشان ؟ کیاز چھُکھ پریشان
گُلی چھُکھ ژٕ موٗران وُٹھ چھُکھ ژٕ پھیشان کیاز چھُکھ پریشان

نیٖل ناگ۔ (سنٛجیدٕ انداز)

یاد چھُم ژٕ ننے کاج ناگ ییٖمی دِژونے ژٕ ننے شاپھ ییٖمی دِژونے ژٕ ننے شاپھ
سے پیٖشاژ اَز مراز زیٖنٛکی دِوان چھُہ لاف زیٖنٛکی دِوان چھُہ لاف
تَس ووٗلُرکو پوٗت کامہٕ دیو سیٖتی جود گر کامہٕ دیو جود گر
وِش چھِنے وِہتہٕ گُرژ تمَن یاوُنک سو چھتہ زَہر یاوُنک سو چھتہ زَہر

بَسمہٕ گوٗل۔

کامہٕ دِو، ووٗلُر تہٕ لول یاوُنک موٗدُر زَہر یاوُنک موٗدُر زَہر
میانہٕ بَسمہٕ سیٖتی رازٕ گرٛژہ یہٕ جود بے اَثر گرٛژہ یہٕ جود بے اَثر
ژَھل کَران چھُہ کامہٕ دِو وِہی کَران ووٗلُر اگَر وِہہ کَران ووٗلُر اگَر
وِہتہٕ مِنے ہاوی توٗن یہٕ کامہٕ تَس یہٕ لولہٕ تَب تہٕ زَر کامہٕ لولہٕ تَب تہٕ زَر

نیٖل ناگ۔

وِہتہٕ چھِنے تھاو ستھاو ہِش، پوٗز سو نیٖرِ مانہٕ بَر پوٗز سو نیٖرِ مانہٕ بَر
یام نیٖرِ تام رٲسی گرٛژہ گرٛژھنہٕ سو سَربَسَر گرٛژہ گرٛژھنہٕ سو سَربَسَر
مَٹھہٕ پیٚیے ژٕ ننے کام چھِنے یُتھ نہٕ زیٚچھ کَری ژٕ ننے کانٛہہ یُتھ نہٕ زیٚچھ کَری ژٕ ننے کانٛہہ

کامہ دِو چھ جود بُتھ نہٕ راوِری ژٔنے وَتھ ژٕ زانہہ      راوِری ترٔے ذٕہ شٕہ زانہہ

(موسیقی ہُنز لَے ہُمر تہٕ لایٹ گژھہ فیڈ آوٹ۔ موسیقی بدلہٕ لَے تہٕ لایٹ گژھہ فیڈ اِن۔ سٹیجہٕ کِس پوت ٹکھس مَنز سُپاٹ لایٹہٕ مَنز گژھہ وۄتھ اَکِس اَنی کھٹتِس مَنز نظر۔ اَتھن زولانہٕ کرِتھ پابند۔ زولانہٕ صدا ہُس پیٹھ دوتلہٕ موسیقی تہٕ وۄتھ گیتو فراقک باتھ)۔

[ طرز۔ چھم چاٗنہٕ سیٹھا مارے      مَتیو جاے کتیو چھے ]

بیتھ

چھم چاٗنہٕ سیٹھا مارے مَتیو جاے کتیو چھے!
اَندٕ کرٕ یہ لولک نیاے مَتیو جاے کتیو چھے!
زنجیرٕ چھوٗنی میون تُھکہ تہٕ بوزان تُھکہ نہٕ سوزان یے
روزہٕ نہٕ گوڈٕ مٔتے وولسہٕ آے مَتیو جاے کتیو چھے
اَلی اَلی مٔتے کھژ دو لول تھاوِتھ ڈلی ژٔنے رِنج سَے!
ژعلی ما ژٔنے مٔیٹھے مارے مَتیو جاے کتیو چھے!
کوٗر کامہ دِوٗن لاٗنہٕ میٹل اَسہٕ پام لُگم سوے
پاٗ غام پیہٕ نا وارے مَتیو جاے کتیو چھے
(لایٹ گژھہ وارٕ وارٕ مدہم تہٕ پردٕ وَسہٕ ہمٕہ ہمٕہ بوٗن)

(سٹیجس بروٗنہ ٹکھس اَنہٕ گٹہٕ۔ پوٗت ٹکھس مَنز ہناہیوٗر پۆن یپہٕ کامہ دِو دزِیٹھ پَنَنِس مخصوص لباسس مَنز۔ گھوٗنج لَے دوتلہٕ)۔

[ طرز ؛ ماشوقہ میلہ تو مولو مال دولتھ ہیتھ نیرے سیتی سیتی ]

کامہ دِو۔ (پانہٕ بے سیتی)

ولہٕ سرکُن نیر بُلبُلو ! کامہ دِو آس روزے سیتی سیتی
نیر پڑاونہٕ سونبُل تہٕ گُلو ! کامہ دِو آس رونے سیتی سیتی
دَق دوتے تہٕ ژرول وُلُو بَنِ نپدِے بیدار سیتی سیتی
تَق سَکمی وُنہٕ چھے تُلو کامہ دِو آس روزے سیتی سیتی

[ کامہ دِو چھُ سُپاٹ لایِٹہٕ مَنز بڑوٗ ہِہ پکان۔ تہٕ بڑوٗ ہِہ پکھس مَنز چھِنے لایِٹ ساسہٕ گاشَس مَنز تبدیل گژھان۔ ترٛیٚیو سیٚتو پُتی کنہٕ چھِنے وِیتھ بوزنہٕ یوان حاٗران حاٗران اَپاٗری یِپاٗری کُن وُچھان تہٕ کُن دِوان ]

( کامہ دِو واتہٕ وِیتھِ وَولِس بڑوٗ ہِہ کُن تہٕ گیوٗ رَواٗنی )

[ لَے ــ گُلریزہٕ ہِچ مگر انداز رَواٗنی ]۔

کامہ دِو۔

مَہ کَر وِوِہٕ ژِیرِ سَکراو نیر جَل جَل
مُدعا دَر دِل ژِ نے اوسے اُوے باَل
ژِ یِتر وُلی وُلی لولہٕ مَنبھر لول آمو مَنے آمو لول آمو لول آمو

وِیتھ۔ (آبِ کُش)

مَنے آمو لول آمو لول آمو مَنے آمو لول آمو لول آمو

[ زنجوٗر وُسی پِٹِنک صدا گژھہ تہٕ وَوب گژھہ وَوتھ تہٕ وِیتھ روزِ گلو گنڈِتھ کامہ دِوَس بڑوٗ شِہٕ کَنہٕ تہٕ کرہس تو تنا ]۔

(ل) [ ییٚژھ چانہِ دانہِ وٚچھ سوٚنہ شُپنہ مانہِ ہاگوساتے سانہِ سرتلہِ کرتہ سون]

وٚہتھ۔

کامہٕ دیوٚ آئیس مول موج تژاؔوِتھ لولہِ مانٚہتھ چاٗنی پژاؔوِتھ ۔بو

لولہِ منقلہِ منزپان پاؔراوِتھ واؔراگہِ وٚتہٕ پرزٕناؔوِتھ بو

کامہٕ دِو۔

یوگ اوس پژاران چانہِ اتھہٕ بٕدلٕن سٕدہ ماجہِ بُتراژ ژٕلہِ ہتھ بوم

شُترُت گٕلہِ، میٗترُت وُزناؔوِتھ سوٚے وٚتھ ازٕ نِکے ہاؔوِتھ بو

لولہِ تہِ مایہِ ہنٛز وٚتھ ییٚژ چھنے مُشکل بُتھہِ ین پٕل بیٚنہِ راؔیل کٕستی

پل ڈاؔلتھ راؔیل نہٕنناوِتھ سوٚے وٚتھ ازٕ نِکے ہاؔوِتھ بو

پٕدی چاٗنی ییتہِ ہین تہِ پوش وودٕلی کشیٖر چون بنہِ لولے لول

ہم پوش ژٕتہ نِکہ، بہٕ تہِ نِکہٕ چھاؔوِتھ ییٚژھ وٚتھ ازٕ نِکے ہاؔوِتھ بو

وٚہتھ۔

تُہنٛدے اُشر وادِ سیتی کامہٕ دِو

سٕد گژھہ از منہِ کامن میاٗنی

مُراز تہِ کمراز دِمون رٕلہِ ناؔوِتھ

لولہِ نُو وٚتھ پژاؔوِتھ بو

کامہٕ دِو۔

ہٕنے وُڈرن بیٚنہِ کوہن بالن اِجازتھ پٕتیم پُہرن سٔنگرمالن اِجازتھ!

کٕلین پوشن تہِ ٹوٗرین ہیتھ اِجازتھ بٹھین بیٚرن تہِ ڈٔورین ہیتھ اِجازتھ

اِجازَتھ لالہٕ زارَن جاہٕ دارَن ! اِجازَتھ رُاپلَن بیٚنیہ دیو دارَن
وۄلِسن سۆدرَن تٕریکھ ہیٚنیہ ہیٚنیہ اجازَتھ اجازَتھ ہیتھ کولَن سۆدرَن اجازَتھ

[ سبٕشٕدٕ بڑارِ دوہیو وِنگورکنی نیران ]۔

سبٕشٕدٕ بڑارِ۔

مُبارَکھ چھُے وِتستا اُسی یکوے ستی ژٕنے چھِی اُسی ناگ ناگٕبہٕ واریاہ ستی

کامہٕ دٕو۔

پکان گژھہ ووڈٕ وٕ چھس مَنزلول ٹیرتھ پکان گژھہ خوش ہواوَن پان پسرتھ
پَکان گژھہ روتہٕ صدازَن ٹشدیہٕ ڈٕلی مَنزی پَکان گژھہ آرِواہ واہ وِگنہٕ بلو مَنزی

سبٕشٕدٕ بڑار ۲۔

پکان گژھہ شیشٕہ ناگنی کوٗر سمکھی لیڈر ملیوٗدری چھَنہٕ دوٗر سمکھی

کامہٕ دٕو۔

وِیشو آہز چھنے کونسر ناگ تراُوِتھ
سہ چھنے پشاران یکی سو تہٕ مال یاوِتھ

سبٕشٕدٕ بڑار ۳۔

ہُہ کیا دوشوے چھنے پژاران چانہٕ بایتھ
یکو مانا گہ ہبہ کنی کھور روٗٹ پیتھ
[ لیڈر تہٕ وِیشو چھنے دوہیو وِنگورکنی یوان تہٕ گژھان اَتہ قافلس
ستی شامِل ]۔

لیڈر۔
مُبارکھ چھُے وِتستا چھکہ خَصن یَتھ مُلا چھُے گژھہ نہٕ روزِنی دِپے تہٕ تَفرَتھ

وٚیشو۔

ژٕ نےٚ داٚژن پیٹھ کرِتھ ماژٕر بلکُل    ژٕ ناگن تےٚ پیشاژن دِکھ کرِتھ مُیل

[ آرکسٹرا گژھِ بوٚرُت تہٕ لےٚ بدلِہ " مٔلی مٔلی صابَن چھلی دوٚبی بُایٔے
چھلی دوٚبی بٲیٲے ]

کامہٕ دیو۔

ویرِ ناگہِ نیرِ نٕہ ہا وتستا یٲے    ہا وتستا یٲے
وۄتنی پور واٚژِکھ ہا وتستایٲے    ہا وتستا یٲے

سندھیا بینہٕ۔

روہشی چھےٚ آمٕژ توسہٕ ماداٚنی    توسہٕ ماداٚنی
ماہِ چانہِ شیٖنہٕ ناٚنی گژھ سوداٚنی داٚنی    گژھ سو داٚنی داٚنی

[ سٹیجک اَکھ پاس ژٕن ییہِ وُنلہِ سیتی وَلنہٕ ]

وٚیشو تہٕ لیڈر۔

پوٚنپری ڈُڈر وُج کمہِ تام ژھایے    کمہِ تام ژھایے
لُجہٕ ہٕژ چھہ زال وانہِ موٚہنہٕ مایایے    موٚہنہٕ مایایے

[ بسمہٕ گلہِ سنٛز مایا چھےٚ وُنی ٹِنھ زال ژٕن وٚہراونہٕ یِوان۔ اتھ منٛز چھ سورے اَدٕر ینٛٹھ گژھان۔ فقط اَندکُن بسمہٕ گوٚل یوان، سپاٹ لایٹہٕ منٛز گری بُتھ لاگتھ بوزنہٕ۔ سپاٹ لایٹ چھےٚ برۆنہہ برۆنہہ پکان تہٕ بسمہٕ گوٚل چھ بُتھ ٹکھوٹ ٹلان تہٕ وولرٕ سنٛزِ بزٕ اُترٕ بوزنہٕ یوان۔ وہسریمژ دبتھ چھےٚ اُرس نُو لاران لاران یِوان تہٕ وُنان ]۔

وٕہتھ۔

ژٕ چھکھ اوش میٚونٕے　　ژٕ پمپوش میٚونٕے

ژٕ بُتھ وۄاکھ لوٗس؟　　جِگر گوٗش میٚونٕے

بَسمہٕ گوٗل۔ (مِیٹھ آواز)

ہٕ چھس ووٚلرٕ سنٛد کھوتہٕ ووٚلر رازٕ پلنٕے

ہٕ ہمراز چونٕے　تہٕ　دَم ساز پانٕے

یہٕ چاٗنۍ شوٗبہٕ دِنۍ، لوٗبہٕ وِنۍ یا وَنِچ تیتھہ

یہٕ پاتالہٕ کھۄژ کِنہٕ　یہٕ کھۄژ آسمانٕے

مُرازَس تہٕ کمرازٕ ہے لاہ کرِتھ بکھ

بَناوو پنٕن اَسی اَلگ آستانٕے

وٕہتھ۔ (حاٗران گژھتھ)۔

یہٕ کیا چھو وَنان توٚہی نُوے اکھ زبانا　　نوٚوے اکھ فسانا، نوٚوے داستانا

[ وُنلہٕ سَرو کرِتھ اکھ تیر نیران تہٕ بَسمہٕ گلس گژھان پوٚت وٚژھہٕ پھیرتھ
وُنی تَنان تَنان گاشس بڑاوان تہٕ کامہٕ دِو تہٕ باقے ولیہٕ نوٚموٗدار
کامہٕ دِو اَسان اَسان لایان کژکھ ]۔

کامہٕ دِو۔

یہٕ چھہ بَسمہٕ گوٗل مازال وہراوان　　نال وَہراوان

دِتھ ما چھہ مایایہٕ وِہہ اَسہٕ ہاوان　　وِہہ اَسہٕ ہاوان

نیلہٕ ناگن ما پٔتہٕ پٔتہٕ سوٗزن　　پٔتہٕ پٔتہٕ سوٗزن

وینتہٕ ہُندیٚلہِ تُمی احوال بوٗزُن          اَحوال بوزُن

[ وٚنتھ تہٕ تَسنٛز وٚہسہٕ چھےٚ سٹیجہِ چہِ اَجہِ گَٹہٕ مَنٛز ہیٚنہٕ یِوان تہٕ اُدرٛینٹھ گژھان
بَسمہٕ گوٗل چھُ سپاٹ لایٹہٕ مَنٛز نوٗمۄدار گژھان۔ مۄسیقی چھےٚ لَے بَدلان تہٕ تُھتی لیٚہ
پیٹھ چھُ بَسمہٕ گُلی ہُند رَوانی گیوٗن وۄتھان ]۔

بَسمہٕ گوٗل۔

کامہٕ دِود کھور مۄرتہٕ پَتھ ژَل گژھہٕ چانٛی رٲتھہ یتھہ نتہٕ پاٹاسی
اَسہِ چھِی بُتھی بھٕری جَنٛگلو نَدہہ رُ ژٕکھہٕ گاٹتی چھی اَسی وَن واسی

ہاہ تَے ہوٗ          ہاہ تَے ہوٗ
ہاہ تَے ہوٗ          ہاہ تَے ہوٗ

کامہٕ دِو [ سپاٹ لایٹہٕ مَنٛز ]۔

بَسمہٕ گُلیو ٹھوٗر کرٕی زٕ تہٕ لولس          شوقس بُتھہٕ یِکہٕ سپدی سۄر
لولچہٕ وَتہٕ اَز تامَتھ کَم کَم اَمہٕ کھوتہٕ بَڈی بَڈی مُشکِل اَسی

سپدی پھوٗ          سپدی پھوٗ

بَسمہٕ گوٗل۔

چانٛی ژوٚہ بازی، جادی تہٕ مَنتھر اَکہٕ پھوکہٕ ستین کرٕ وٕنی سۄری
پَتھ گیہٕ وَتھہ یہ چھےٚ ناگنہٕ مَلہ تَلہٕ ییٚتہٕ زاہرٕ تُھتی میٚنٛژ گژھہٕ راسی

ہاہ تَے ہوٗ          ہاہ تَے ہوٗ
ہاہ تَے ہوٗ          ہاہ تَے ہوٗ

کامہٕ دِو

لولگ تیر چھُ شہہ ژگہٕ کھسہٕ وَس ، اَتھ بُتھہٕ یِکہٕ سپدی تَر وار

وُنۍ اُسِتھ وُنۍ کُنہِ ما آسکھ؟ ژُل پاتالی نتہٕ گژھ آکاشی

سُپدے پھوٚ ـــــ سُپدے پھوٚ

[ کامہٕ دیوٕ سندِ تیر لَسمہٕ گُلس پِوان تہٕ سُہ گژھان وُنلہٕ مَنٛز ویگلِتھ ]۔

(سٹیج بڑوٚ نِہ پوٚکھ گاشراونہٕ یِوان تہٕ وۄتھ بیٚنہٕ تَسنٛزِ وۄسہٕ ژران نژان یینۍ میران)۔

ـــــ گیوٚنچ لے بَدلہٕ بیٚنہٕ گُلریز ہنٛز رَوانۍ لیہٕ مَنٛز ـــــ

کامہٕ دیوٕ۔

پکان گژھ شہر گامَن سام ہیٚتے ہیتے خَتم گیہٕ خوف زَہرکۍ جام چیٚتے چیٚتے

سۄنٛٹھا نزدیکھ واَروی کژون چھُن!

ژیٚتے چھے کَہٕ شوقہٕ ہزاران لول ہیوٚنُے

سۄنٛدھیا ہنٛزہٕ۔

پژیاگس کُن چھِ قافلہٕ سون پھیران

چھُہ زَن سینٛدہٕ واوُ ہتہٕ اَسہٕ شوقہٕ نیران

وِشولیٚنٛدرتہٕ روہش۔

یُتھے سۄنٛد سَمکہٕ سَکھرَو ماتزِ راژ اُسی

گَژو شاَدی مَرازکۍ باَژ باَژ اُسی

کامہٕ دیوٕ۔

ہُہ کیا گنگاہٕ ہنٛز کَنٛیا چھِنے لاران

اَمرناتھک پہٕ ہیتھ دوہ ووفی ہزاران

[ سبھنْدیوان لولہٕ تہٕ ماہرسان تہٕ رٹان وتھن نالہٕ ہے ]

(موسیقی ہنز لَے بدلان)

لَے۔ [ باغس میٚنٛز اُنس گلابہٕ پھولی

دِلاسہٕ دِتھ موتی وَنہٕ یوٗ ! ]

وَنہٕ وُن۔

ڈلگنہٕ بوگ سوٗز ہر موکھہٕ گنگاہے

از وہتسایے مانزے راتھ

وَنہٕ وِدِی وِگنہو لولہٕ ماہے

از وہتسایے مانزے راتھ

روہپہٕ سونہٕ وَس ہیتھ دِوتا آیے

ناگہٕ کنیایے پاراٚنے

نہٕ تارکھ درٛلے پوشہٕ پوزایے

از وہتسایے مانزے راتھ

سونہٕ شُراَن کُرِ توس روہپہٕ کایایے

سنگار موحبتہٕ مایے ہنٛد

یہ ہے مایے موحبتہٕ ورتنہٕ آیے

از وہتسایے مانزے راتھ

(دَونٕ وَلِس سینی رَلہِ وہِگرو وزنگ نزُن ـــــ)

ویگہِ وزُن۔

ناگہ پوکھرے حوٗر زایم

یوٗری آیم گنڈِنے

پوشہِ شہر بٔلہِ ٹوٗری زایم

یوٗری آیم گنڈِنے

ہے ژُ ٹھہ زنجوٗرِ دژایم

طے کٔرِتھ لولُک سفر

سری ہو موکھہ سونہ کوٗر زایم

یوٗری آیم گنڈِنے

ناگہ پوکھرے حوٗر زایم

یوٗری آیم گنڈِنے

[ لایٹ گژھہ گولایٔ، پتہٕ سبز تہٕ پتہٕ شوٗنگرِ فی ——— ]

(بنیہٕ گژھہ وَنہٕ وُن صدا تہٕ موسیقی بدلیٔہِ)

وٚنیشو تہٕ لیڈر وٗقار۔

وُچھ سیدِ تَے بنیہٕ اَرہتہ آیے

ماہِ موحبتہٕ کوٗز اُہی ہیتھ

رُت رُت چھس یِژھان بیوٗن تراَیے

اَز وتِستا یے ماثرنے راتھ

[ دوٚیوٚ وِنگوکھٕن بِن سُید تہٕ بودھ ارہت پننِس پننِس پوشاکس منٛز تہٕ تراوَن وینہہ پوشہِ مالہٕ نالی ]

بودھ ارہت۔

بُدھم شَرنَم گچھامی
سنگھم شَرنَم گچھامی
دھرمم شَرنَم گچھامی

سُید۔

بِسمِلہ یا ہو — بِسمِلہ یا ہو
یاہو — یاہو

[ لایٹ گژھہ وارٕ وارٕ فیڈ آوٗٹ تہٕ آرکسٹرا بچہِ بدلہٕ ——— ]

(لَے: سنگرٛوگاش ہیژوٕت لوٚلہٕ للہٕ وُنیے)

[ لایٹ گژھہ فیڈ اِن تہٕ رازٕ دوٚلرُ پیہِ مدمتی تہٕ اُرنہٕ منٛز باگ وژینٛٹی اُرفی تہٕ مدموتی۔

کاٗچ ناگہٕ سنٛدِ لالہٕ ہا دوٚلر رازو

اَز ہاچھے تازٕ یارانس بوشس
اَز ہاچھے تازٕ یارانس بوشس

کُراٗزی وٕلہٕ ویرِو تیہر انداز و
مہارازٕ وَتہٕ اُسی جھکروے پوٗشس

مہاراز وَتہٕ اُسی چھکروے پوش

کأشُر وَنہٕ وُن گیوٚوے تازٕ تازو

ناگہٕ کورِ بوٗزی ییٚتہٕ گرٕ مُژِ خوش

پمپوشہٕ نیٚنژن سورمہٕ تہٕ سازو

وَتہٕ وَتہٕ پھولٕنے لیٚمبہٕ پمپوش

[ دوٗرِ پیٹھہٕ گژھہٕ بیک گراونڈ میوزک تیز لایٹ وَسہٕ ہیٚرِ پیٹھہٕ بوٚن تہٕ اَتھی مَنز واتہٕ ویٚتھہٕ ہُنٛد تٲفلہٕ وارِ وارِ وولرس تہٕ تہنٛزن وٲنن نکہٕ۔ وَنہٕ وُن گژھہٕ پوٗرٕ کمالہٕ سان کَنہٕ ییٚتہٕ مَنز سٲری دِن ساتھ ]

ژنگرو گاش ہیوٚت لولہٕ لکہٕ وُنیے
وہتہ آیہٕ ہہرِینہٕ سونہٕ ییے
تھدِ تھدِ ہیٚیہٕ توس مٹیوٚکہٕ وَنہٕ وُنیے
وہتہ آیہٕ ہہرِینہٕ سونہٕ ییے
رازٕ وولرس گوٚمیُل بَلہٕ ناگس
لولہٕ کوسم اَسہٕ باغس پھوٚلی

[ وولر رازٕ کرِ ویٚتھہٕ ہِندین دوٚن اَتھن سیٚتی اَتہٕ واس۔ گیوٚن گژھہٕ تھوٚد ]۔

میژ کاٹی زوٗنہٕ اَز ژوٚل اَسہِ گژھونے

وۄتھ آیہٕ مہریٖنۍ سونیے
تَگ لَج وَتہٕ وَتہٕ اَسہِ پوشہٕ ژھلیے
سونٛت آو سون کُن ژُلیے آو
جَنگلَن تہٕ مَرگَن پوشہٕ وَتھرُنیے،
وۄتھ آیہٕ مہریٖنۍ سونیے!
گگاشہٕ تارُکھ دزاو مانہٕ آفتابَس
رازٕ لوٚب رانہٕ گوڈٕ خابَس مَنٛز
ڈیکہٕ بیَچہٕ شولان اوس ڈیکہٕ لونیُ
وۄتھ آیہٕ مہریٖنۍ سونیے
وَنہٕ سپٕدۍ وِرگنے لاران آیے
روگہٕ روگہٕ دِمہٕ ہوس ژھالے میٹھو
تھَدِ تھَدِ ہیمہٕ ہوس ہیوٗکھ وُنہٕ وُنیے
وۄتھ آیہٕ مہریٖنۍ سونیے



(کتبہ: مِسکین)

